# لیٖلا

چھلہٕ ہوے ژرنہٕ کمل  تیٚتھ رچھتہٕ پادن تل
سون بنہِ سأنٕز سرتل  تیٚتھ رچھتہٕ پادن تل
اشہِ وانہِ چھلہٕ ہوے کھور  لوٚتہٕ ہَن پاچھٕنز بور
شاپن کرتہٕ وٹھل  تیٚتھ رچھتہٕ پادن تل
انٕو گرٕ ہہ چانی ستی  پھوٚلی متی چھم گُل کتی
مُشکِل گأمتی حل  تیٚتھ رچھتہٕ پادن تل
ییہِ چھُ اسہِ آسرٕ چون  تابہٕ وُن تالیٚن سون
ٲنٕز دژایہِ گیٛانہٕ وُزمل  تیٚتھ رچھتہٕ پادن تل
لکھمی وٕشے بلہٕ پرٕد  زیہِ سوٚس چھے اوشد
تل پٲتی گرٕد نرٕمل  تیٚتھ رچھتہٕ پادن تل
ڈبکہٕ لولہٕ نومرأوِتھ  ٲنٛتھس تام ترٛاوِتھ
گیٛانہٕ دیٛانہٕ چانہِ برتل  تیٚتھ رچھتہٕ پادن تل
پرٛانایامہٕ پرٛینام  اوم بھوٗر بھوٗاہ سواہ دام
ایم شبد دِتھ رٕتی پھل  تیٚتھ رچھتہٕ پادن تل

حرفن حرفن نال ۔ وُلٹہِ وۄنتھ اچھر زال
کرچِ زٹھ گانٛگل ۔ تیُٹھ رچھتہٕ پادن تل
ترٛ وپرا ترٛیشوٗے گون ۔ نارٕ ورآے پرٛزلاو سون
تاپہٕ دزِ پاپہٕ جنگل ۔ تیُٹھ رچھتہٕ پادن تل
ہوٕدِ ہرٕ جیل خانس ۔ پیٖمرٕ بیڈِ پانس
زٹہٕ کھے موکلاو جل ۔ تیُٹھ رچھتہٕ پادن تل
لولہِ ہُتی داد فٔریاد ۔ پھرٛکہٕ وِنی اکہٕ ہُتی ناد
ناز بوزِ ساز افضل ۔ تیُٹھ رچھتہٕ پادن تل
شرونہِ رونہِ گوڑٕ کھور ۔ پرمانند یمن لور
سوکھہٕ موکھ ہاوِ جل ۔ تیُٹھ رچھتہٕ پادن تل
زلُرا لوٗگ زالس ۔ گُہیٖلِس جنجالس
یلہِ ترٛاو جادٕی ہانٛگل ۔ تیُٹھ رچھتہٕ پادن تل
گوٚژھ چیٚشمن خۄن رۄپ ۔ ساکھیات کارٕ گیانہٕ دٕپ
چمکاو رو روتل ۔ تیُٹھ رچھتہٕ پادن تل
ہاوکھ پمپوش پاد ۔ گالکھ نا اپراد
باوٕچ رچھ ہر کل ۔ تیُٹھ رچھتہٕ پادن تل

اتھِ رئڈ رئڈ پکہِ ناو    گیٛانہِ پرٛکاش نۆن ترٛاو
لولہِ وُزِ زل شیٖتل    تیٖتھ رچھتہِ پادن تل
ست گوٗرِ رژ وتھ ہاو    سوٗہم شبد گیوٗناو
امرِتھ وُزِ نشکل    تیٖتھ رچھتہِ پادن تل
چھلہِ ہوے پادِ کمل    تیٖتھ رچھتہِ پادن تل
سون بنہِ سأنی سرتل    تیٖتھ رچھتہِ پادن تل



## لیلا

مایایہِ مایہِ گُکرٕوے بۆرتھن خزانہِ مأجے
گُل دانہِ ڈألی ارپن دِل چھُے روانہِ مأجے
پۆزا تہِ لولہِ بَکھتی پانس کری سمبٹھاہ خوش
اوِ کنی تھٕوتھ بنأوِتھ سامانہِ پانہِ مأجے
بوزُن توٗگُم مُدا چھُے کُن ذیُن ژٕے لولہِ نادن
کوچھِ ہُنٛد منزُل ژٕے شیٖرتھ روٗ ٹُمت ٹھِکانہِ مأجے

چھکھ پننہٕ نہٕ دٔسی ژٕ پانے امرہتکہٕ آبہٕ سگہٕ وِتھ
کم ڈوٗری پوشہٕ پگھس شیران ژٕ پانہٕ مأجے

سِری یَس زٕژن دٔیُت بل تاپس تژر ژٔے تیژُک
شکھتی چھےٚ لولہٕ بکھتی باہوے اَسانہٕ مأجے

یِی خوش کوٗرُے بنوٗتھ ژلہٕ وُن ژٕ کر رچھوٗتھ
رژھ کھنڈ تھوٗوُتھ مِٹوٗتھ اکھ بژم بہانہٕ مأجے

زہنہٕ مرٕچھن فسأوِتھ پھانٛسن تھوٗوُتھ ژٔے سمسار
اکھ پاے موکلہٕ نٕک بَس نمہٕ وُن نِشانہٕ مأجے

کُنہٕ پھِرِتہٕ تیٚمی کوٗرُے زانٛہہ تنہٕ منہٕ ژٔے اکھ نمسکار
وأفِر تِمَس ژووالپور تھٔوتھس خزانہٕ مأجے

یٚیمہٕ وِزِ ژٔے مأج سپدی پٔزایہٕ ہنٛز یژھا زانٛہہ
یژھتن ژٕ گیت گنٛوِنَس سنتان پانہٕ مأجے

ہر وِزِ دِمے ژٔے دٔنی بے وادس وفا مےٚ کُری زبم
برٔی زبم مےٚ مایہٕ دامن تھکہٕ وِنٛی ترانہٕ مأجے



# عٔشقہٕ کرامتھ پوٚشری گتھ

سانہٕ وجوٗدٕچ اکھ اکھ کتھ　　چاےٚنۍ ضروٗرتھ ساےٚنۍ چھِ ستھ
عشقہٕ کرامتھ پوٚشری گتھ　　کُس کس پتھ کرِ بٔڈ حکمتھ
حُسنہٕ لِیاقتھ رٕژ پرٛکرتھ　　دیہِ گتھ چاےٚنۍ اکھ حرکتھ
کُس چھُس جوٗرتھِ کس چھِ ہمتھ　　وُچھ نوٗرانس کرِ باوتھ
موٚت گو متہِ نا مژرس پتھ　　زہرِ ہلالا تیمۍ نیٚو چیتھ
یَس پمپوشہِ نظر برکتھ　　حبس دِیہِ اورے لتس نیامتھ
شاہ پکہِ سوٚنچس سوٚنچس پتھ　　اتھ پتھ شانس تل یِیہِ زٔتھ
اسہِ مٹہِ دوٚشوٕنۍ ہِش واوتھ　　لتس چھنہٕ یَس چھنہٕ یِژھ حاجتھ
دوٚپتھم پکھ چھے ہاوِتھ وتھ　　چھُس بہٕ ڈلن چھم شُری خصلتھ
مٹہِ چھُے مٹہِ مٹہِ دِم چھم ستھ　　شیٚہلتھ چانہِ اتھے قودرتھ
ووٗنٕد ونٕد ہے پان پادن رتھ　　کرتہٕ حمایتھ دِتہٕ طاقتھ
سانہٕ وجوٗدٕچ اکھ اکھ کتھ　　چاےٚنۍ ضروٗرتھ ساےٚنۍ چھِ ستھ



# تمبلاؤن چھے مُدا

پژارِناؤن کوٗت کال بیٚیہِ تمبلاؤن چھے مُدا
ماف کرٕی کرٕی تۄتہٕ چھا بۄزِنہٕ کُن انُن جایِٕز خطا

میٛانہِ پژھِ ہنٛدِ مارِمتہٕ کتہٕ رس لۄگُے گۄٚے مُشتھ
چھُم بہتھ چھے یورکُن یُن شانہٕ شوٗقتھ سرودا

یا تہٕ گۄٚژھ آسُن مےٚ پانستام پتھ کینٛہہ رۄٗدمُت
میٚے ژٕے پُشرِتھ تھوومُت زُو تام چھے آشو سدا

چھُس سبٹھاہ راوان وُچھ وُچھ دوٗن اَچھن پنہٕ نبن اندر
وارِ وُچھنٛج چھم نظر یوچھِ ہُش گاٗمژ بیٛوٗن بیٛوٗن جُدا

میٛون یتھ زنٛگارِ لد شیٖشہٕ گۄمُت وُچھ سخ مۄلُت
چانہِ سیٖنٛک سنگہِ پارس سوٗن کرِتھ تھاوِس سدا



# دیدار نظرن تل

کرامتھ گیہِ وژھو چیشمو کرُن دیدار نظرن تل
یہِ بے ہوش تہٕ مُستی چھم اوے سرشار نظرن تل
عنایتھ چاۂ گیہِ ہرگاہ مے تۄجٕ باوتھ کرٕنۍ لفظو
وجوٗدس زیوٗ کلِتھ ۂژہ تھرۂتھ شاہکار نظرن تل
حقیقتھ آشکارا گیہِ ژھٹان نوٗرانہٕ چونٕے گاہ
مژر زَن چھُم یِوان خابس اندر یہِ زہر نظرن تل
چھوتے شمہس کبُر حسنک کمٕی چھنہٕ پوشِرس عشقچ
دزُن دون ہُنٛد أکس اکھ پتھ موٗلُل بِسیار نظرن تل
کرُن کتیاہ چھُے مے پیمانس چوان چھُس لولہٕ نظرو مَس
چھِ احساس وُنان شہپر وُشُن شیہجار نظرن تل
پرستش گیہِ امارن دِل کڈُن ذیُن چھیٚپہٕ ژٕے دون پادن
رِیاضتھ سرِ یہِ بُتھ سنٛزس حقیقتھ یار نظرن تل
گُپتھ تھوٚہَن صفا صوٗرتھ ووفا گوٗژھ جلوٕگر روزُن
گوناہ غالب گمتی کأتیاہ مے چھم ہر بار نظرن تل

# چھُ راوان مے یاداش

گاٶمڑ چھم یہِ کیٔاہ باش

چھُ راوان مے یاداش

أتی گوٚٹ أتی گاش    چھیا اِمتحان خاص

کمالُک چھُ سِر فاش    چھُ راوان مے یاداش

مے کیٔاہ گیہِ یہِ ژھچھ ہِش    تلا دأنی رأوِو

ژھوکھ ما سا شاباش    چھُ راوان مے یاداش

مے ادبہِ مجلِس    گرِشھم ینی سراسر

تُلان گرِژھ ژِ پُرکھاش    چھُ راوان مے یاداش

مے ژِے باسہِ نأوِتھ    چمک أنہِ چی ہِش

رِنگن بے رِنگی گاش    چھُ راوان مے یاداش

مے منز بے خوٚدی زبو    زبان ناو کم کم

کمالُک چھُ سِر فاش    چھُ راوان مے یاداش

شاہن زَن مے سور تال    لبان لے تہِ تامتھ

ژھوان سازچی راش    چھُ راوان مے یاداش

ژٕے یۆد نظرِ اکہِ زانڈ          کأستھ مےٚ یکجا
مزید کیٛازِ پاداش          چھُ راوان مےٚ یاداش
نقٕش بیٛوٚٹھمُت یُس          مُدا چھُم سُہ اولے
سبٕزر چھا اچ ترٛاش          چھُ راوان مےٚ یاداش
شُکُرٕ مژ یہِ چھا کم          ووتھان نۄرٕ پھٕتی چھِی
سراسر چھُ برداش          چھُ راوان مےٚ یاداش



## للوتھ تہٕ سُلناوتھ

پانہٕ میٛانہِ پانٕک تیُٛتھ کرتہٕ چارا          نتہٕ ونتہٕ کس ہاوتھ
شٕہجن سور تالن ہنزِ لیہِ پیٹھ          للوتھ تہٕ سُلناوَتھ
پکوُن دریاو أسن مےٚ چون ناو          بأسن مےٚ ساز سنتوٗر
وژھوٕے چیٚشمو دیدار کرناو          شیٚن طرفن باوتھ
کرتام بۆزُم برکتھ پیٚھِ اتھ منٛز          سرٕ گو مےٚ ہنہِ ہنہِ سیر
بے ہوشی یۆدوے گژھِ سٕری پیٛٹھی          چھنہٕ کتھ مُشراوتھ

ژٲنٛگج لِتھ کیٛاہ سِری یہِ ژھیوٚپیا زاژھہ	گوٚٹ گرٛشہِ گاشُر تاپھ

دۄ گُن توَے جل جل ووٗنی اۄ گناو	وپیتم	ابساوَتھ

پانس خوش گوٚے ہووُتھ تہٕ بووُتھ	عالم	تمبلوُتھ

ٴگتھٕ گئیہِ آگرن پنُم وُزنیا	دۄ پیتم	وُزٕناوتھ

شیٚہہ چھم چاأنی دزٕوِنی ریٚہہ ہِش	چھورٕ	چھورٕ	کرناوان

پۄزا چاأنی ژےٚ چھے پۄزان	پۄزِتھ	وُزٕناوِتھ

اکھ تہِ اِشارا کاأفی مُشکِل	حل کر پرٛژھِ ہُنٛد لول

اِو چھنہٕ تاأر ییٚتہِ تارس ترٛنس	ییٚتہِ	تتہِ	پرکھاوتھ

پانے ٹاأٹھِس پنہٕ نِس پانس	ترٛ ووُتھ سونٛچُک پھاس

میٛوٗل گو دون ہُنٛد دوگنیار وۄسی پیٛوٚن	کٲمُی	وۄن	ازماوتھ

چوٗن تقدُس زیوٚ ہیکہِ ورٕنتھ	ییٚلہِ	سُے	ملشا

مُشکن دزٕ وِزِ وِزٕ نٛنٛدٕ گرٕنےَ	درگاہ	پرٛزٕناوتھ



نظم

# لاچ

واہرے دامن ؤسی، پڑھ نۆر میٛون
آسہِ ہس نۓ دون اتھن پنہٕ نٮ۪ن انٛدر
پانہٕ تھاۆِتھ کھور تقدُس ٹھیکرِتھ
دیاوِٕنَس کَھش کھش وِنس مٔژ مَس گٔرِتھ
یُتھ زِ وُشنبس ووٚندس اکھ ستھ بٔنِتھ
سمیہِ چھٮ۪ن دون شاہ رگن وسہٕ کھس گٔرِتھ
پھیرِ گُلہم شش جہانس نیرِ ژٔنۍ
گتھ پرٛزلوِٕنۍ، وُزمل کرنس دِیَس وآری
ازلس تا ابد پۆشیدٕ پأٹھۍ
سینہٕ کِس شاہ پَر سَوارس وُپھٕ وِٕنس
ژٮ۪ۆہ گرٛھبس اکھ اکھ شُمارس بے شُمار
وأنٛسہٕ بۆد وقتُک سٔدٕر گاشُر مُنار
واہرے دامن ؤسی سوٚے پڑھ دِتم

یوٚسہٕ چھےٚ کل اینٛل یقینٛس گاش چون
توتہِ بوزان گژھ. وُچھان گژھ کیاہ منگےَ
منگ چھےٚ سوے چأنی اگر منگہٕ ناوہَم
دوٚن لرن لگہِ ور تہٕ پن ابساونےَ
تیٚتھ زِ موٚت مدہوس ہوِس
قأتِل گأژھِتھ پکہِ شرٛمَن سوٚنچس
سُہ برٛوٚنہہ برٛوٚنہہ سُے بأنِتھ
ہٮ۪تھ ہٹِس پنہٕ نِس اندر شُٔسترٕ تناب
زَن زلُر زالس لٲگِتھ والس الوٗنٛد
تارٕ تارٕبس تار- ریشم ڈوٚر ترژھ
کل چھےٚ سوے اینٛل یقینٛس گاش چون
واہرے دامن وٕسی سوے پژھ دِتم



☆☆☆



چھےٚ خبر سائِلم ژٕے کیٛاہتام چھامےٚ تامتھ باو سأ
غوصہٕ کس کٔمۍ سُنٛد چھُ وتم غوصہٕ تیتُھ مٔشراو سأ
چھا کٔمۍ ہِرۍ یَس پڑ کاشُس کیٛازِ پڑزلوٕن زگتھ
مصلِحتھ گڑاون گوٚندن ہٕنز ژھاے رِکژھ سمجاو سأ
اتھٕ چھِ دِنہٕ وأرِس لِسِن یُس دوٚن اتھن رٹہٕ ناوِ باج
ہے یِمن بوٚنمن اتھن منٛز بِیٚہٕ تہٕ کینٛژھا ژاو سأ
کیٛاہ تِمس کھارو خطا ییٚمۍ نالہٕ متہٕ روٗٹ دِل پنُن
اتھ دِلس سارُن سَنٛوارُن چھُے اگر اَزماو سأ
آسہِ ہے کانٛژھا ہٕٹۍ یوٚت اتھ اِشارس چھا قوبوٗ
دگ تِجتھ چھوکہٕ لد دِلس جِگرا کوٚرُتھ للہٕ ناو سأ
کن بٔرۍ کٔمۍ چھےٚ دِلس دم پھُٹ گأمژ دُبراے از
وُٹھ سبٹھاہ یٔژ کأنٛسۍ مُژرِتھ ون سأ کینٛہہ ونہٕ ناو سأ
نارٕ کڈِہن سوٚن تہٕ کُندن موٗلُل موٗلوٗم چھُم
ژاو از ووٚتُس وقتہٕ واوَتھ ہَنا اتھ ژاو سأ

روزِہے زَن دِتھ ۔کُلاہ شیہجار پیٔہِ ہے عالمس

پِنہٕ خہِ اتھٕ تھوہکھ گرِتھ یژھ اَرزتھا ازماو سأ

باگہِ یُس گو برکتھا برپوٗر فأضان پوشہِ وُن

ساگرٕچ اکھ گرٛکھ چھےٚ قطرس قطرٕسے دٕریاوسأ

بوزٕناوکھ نا سو شیٚچھ از چھُس بہٕ دِل مُژرِتھ لگے

چھےٚ ہوس باوٗن تیٚمیٚک پانس مُدا نِپٹاو سأ

چھُنہٕ یہِ بُڈٕ کتھ۔ بولہٕ ناوکھ میٲنہِ دٕسی کُلہِ عالمس

نیرِ اکھ اکھ شاہ مےٚ داہ داہ طاقتا بخشاو سأ





مےٚ یارو پوشہِ وُن سمسار چھُکھ ژٕ ے

ژٕ چھُکھ دیوادِ دیو آدھار چھُکھ ژٕ ے

وبڑارن چھم وبڑارن چاۓنی اُٹھکل

ژٕ سُمرتھ میاۓنی چھُکھ سُم تار چھُکھ ژٕ ے

مےٚ کوٚرمُت باس ہیوٗ چھم اوم تت ست

سُہ زیپھ زیپناوتم اومکار چھُکھ ژٕ ے

چھ دیاۓنک آتمس پرماتمک ظوٗن

مےٚ دارُن دیان دارن یار چھُکھ ژٕ ے

چھُ پتھ بزوٗنہہ میانہِ میراثُک تۂ کُس وِز

مُڑر گنڈ پنہٕ نہٕ دٕسی سرکار چھُکھ ژٕ ے

سمےَ چھُم چانہِ دٕسی چھم لوٗنچہِ اتھ تھپھ

اژھینٚی پرٕچھ وُزنٕی فموار چھُکھ ژٕ ے

مےٚ چھا کاںٔہہ چانہِ روٗس ہیٚتی پوٗزٕ ے وَن

ژٕ چھُکھ رفتار چھُکھ گُفتار چھُکھ ژٕ ے

شہَن میٛانٮ۪ن اٮ۪در بَس سوز وایان
لگےَ پادن وٕنٛدِتھ درکار چھُکھ ژٕ ے
بجر چوٗنُے تہِ گوٚ منظوٗر تھووُتھ
مےٚ جِگرٕچ جاے چھُکھ موختار چھُکھ ژٕ ے
یَژھن چھُکھ پوشہِ وُن میٛون شوٗبہٕ راوُن
امیٛک سبزار چھُکھ گُلزار چھُکھ ژٕ ے
فقط اکھ ژہنہٕ وَن اٮ۪کساس میٚے چھُکھ
أچھن تل جلوٕ گر دیٖدار چھُکھ ژٕ ے
دوٚہَس راتس مےٚ سیٖنَس دوٗنٛ زآلِتھ
اَلاوَس زیٖر چھُکھ شیٚہجار چھُکھ ژٕ ے
ژٕےٚ ترٛووُتھ پنہٕ نہِ یژھنگ پوٗرٕ پرتو
مُنوّر نوٗر چھُکھ ژٕے نار چھُکھ ژٕ ے
تمانتھ میٛائٛنٛ منہِ ڈٕرِیَس باسُن
قلم رو میٛون چھُکھ اِظہار چھُکھ ژٕ ے





روزِ روشن دِلبٔری منز کیٔتھ قرارس دِل قرار
دِتھ قرارس بے قرآری اِنتظارس اِنتظار
خامخاہ چیٚشمن یہِ کیٛاہ گو چآرٕ برٛکھو ؤدی ؤدی دوہے
طوطہِ کوٚل چھو کیٛہ لد دِلک پھرٛکہِ وُن کرن زخمن شُمار
ژٕے تھوٚوُتھ بٔندس رٕگرو یتھ سینہِ رکس پنجرس انٛدر
روشہِ ناوُن ما پزی بولہِ ناوُن جانہِ وار
نم تہٕ ژم مآنتھ تہٕ زٲنتھ کُن کوٚرُتھ دون عالمن
زگ تہٕ پرٛون بیٛوٚن بیٛوٚن کرِتھ گو مُشتہر یُتھ اِشتہار
مٲے لٲگتھ اُلفتس منز جلوٕ گر گو جلوٕ چون
ما وَنیٚومےٚ ہاوتم تمبلاوتم تی چھُم بکار
تنہٕ ونےٚ حق گو یہِ مَن ؤکن چھےٚ دِوان سازس ژوپور
گوڈٕ وزن گوڈٕ کری پتوشرٛ وٕنی شرٛ کرن چھِم آبشار
شُکرِیا شُکرانہٕ واتن چھم ژٕے تامتھ بوزٕ وُن
اوٕ رکنی زیوٚ چانہِ چھم ڈیٚتمُت بجا تھوٚنک قرار
ہے پٔنٕن کیٛاہ چھُم تھکٕن لایِق، مےٚ چھُم چونےٚ بجر
چھےٚ مےٚ نِش چونےٚ امانتھ دِل وُچھن چھےٚ تختیار



اسہِ کیٔاہ گو کس ہوو  ژٚے ورأے بوؤے کس
یؤگہِ تھنہٕ دامے چھوٚو  ژٚے ورأے بوؤے کس

سوشیٔلایہِ سوزیوو  سودام نِشہِ یارس
بُگھتی بُگھتا پڑوو  ژٚے ورأے بوؤے کس

وٕہناہِ سوز وُزٕنوو  میٔرایہِ چھوو وٚیہہ رس
گِردھر کھونہِ للہٕ نوو  ژٚے ورأے بوؤے کس

موحبتہٕ تمہِ سونچھوو  مزٕ وُچھتھےٕ بہٕ آپرس
شبری ژھیٚچہِ بڑیٚیہِ کھیٔوو  ژٚے ورأے بوؤے کس

من تٔمی ان پرنوو  منصوٗر کھوٚت دارس
طوٗرس پرتو تڑوو  ژٚے ورأے بوؤے کس

اوم کھیٔوم شبدٕ وُزیٔوو  آلو پڑ ہلادس
أکی آلہٕ وَن موکہٕ لوو  ژٚے ورأے بوؤے کس

تٔمی یُس یُس پتہٕ چھوو  حسبوٕے گو بے حسبس
دتہٕ ہوشن پکہٕ نوو  ژٚے ورأے بوؤے کس

تیٚمی لوٚب لتس ما روو    وتھ دِڎنَس لبنس
پھلہِ ہیٔوٚل ہیٔوٚل ہُرروو    ڎےٚ ورآے بوؤے کس
اکہِ دۂِ اکہِ مُشروو    گُنزِ حرکتھ قُلفس
برکتھ سۂِ کرٔنوو    ڎےٚ ورآے بوؤے کس
زیرِ اکہِ ہیرِ کھوڎوو    وأصِل وتہِ وُصلس
خرچُن کیُت خرچوو    ڎےٚ ورآے بوؤے کس
کمٔی دؤپ میےٚ ازٔموو    کمٔی وؤن حاصِل کس
تمٔی تمٔی تیٚمی پرکھووو    ڎےٚ ورآے بوؤے کس
تیٚمی تمٔی ہر کرٔنوو    خوش گیٔہِ وُڎے یَس
وُچھے کیاہ أنزروو    ڎےٚ ورآے بوؤے کس





مُژ مایہِ ہٕژ مدٕماَژ نظر کر تہٕ جِگر وُچھ
برپوٗر اتھ منٛز سُہ مژر کر تہٕ جِگر وُچھ

کھسہِ لولہٕ چھوکن اَنگ تہٕ کِتھٕ گٔنز دگ چھُ للہٕ وان دود
بلہِ وَن طبیبس میٛٹھی گٔژ کر تہٕ جِگر وُچھ

میٛتہِ رأو سأئلم وأنٛس گِنڈُم ژھایہِ گِتنہٕ ستی
وَن زانٛہہ ژٔے ہووُتھ شام و سحر کر تہٕ جِگر وُچھ

مٔتی لازِ گہے گتھ ژٔے پتھ دِتھ گتہٕ رینٛہِ ہٕنٛدی گتھ
کیٛتُھ یاد کوٗرُتھ تیٛتُھ سُہ سبزر کر تہٕ جِگر وُچھ

بوٗڈ بارٕ سِتم یارٕ دِژٕتھ مارٕمتین زہو
اتھ بوس بوَر بارٕ اثر کر تہٕ جِگر وُچھ

ہر آنہٕ معطر کر تہٕ ژھٹان روز مُشکِ پوٗر
گنگہٕ وأنٛز زُلفن ہُنٛد یہِ زہر کر تہٕ جِگر وُچھ

ییٛتہِ یور کھٹکھ پنہٕ نہِ حُسنُک کوٗت بجر وَن
ہے حأف طوطس گَو میٛہ کجر کر تہٕ جِگر وُچھ

کُن آسنگ احساس گنان گیوٚر تُلان چھم
باضے بے پڑھ ٹھاسن چھُ پتھر کر تہٕ جِگر وُچھ
چھُھم پوٚرٕ پنِم زوٗنہِ ہٕنڈِ نوٚرٕ کُے ہمسوس
اتھ لولہٕ سٔدرس وٕتھی نہٕ ملر کر تہٕ جِگر وُچھ
تاشوق گِیم رأتی رالتس أچھ مےٚ پُتٕنٛی وُچھ
کرتام سُے بے وایہِ پزر کر تہٕ جِگر وُچھ
پوٚرٕ چلووُتھ مٔیانہِ سمسارُک ژےٚ چکر پوٚر
باسوِو نہٕ اتھ پیٹھ پہوِ سُہ اثر کر تہٕ جِگر وُچھ
شرمنٛدٕ سبٹھاہ چھُس بہٕ گرٛھان سوٚر نہٕ زٕنٛہےٚ چون
سُے ناو یتھ بوٚر مایہِ بجر کر تہٕ جِگر وُچھ





ست گوڑ بہ لگے، ست گوڑ بہ لگے

پادن ژے پأری، پادن ژے پأری

بڑہمانڈ ژے پرٛم ہِتکأری مؤکھِ داتا چھُکھ پرٛم آنٛنڈ

گیانٕچ مؤرتھ کلیان کأری دِتہٕ ترٛشھ تھٔز انوأری بوز

ووٚنٛدِ نِشہِ دوٗر نسأ نب وہستأری سادن چون توتھ کس چھُ نِشان

وأحِد آسہِ وُن آدِھکأری دِتہٕ ترٛشھ تھٔز انوأری بوز

نرمل اوچل اٹل وِوہأری وہزوان بوز ژے سِری یہِ پرٛکاش

باوا تیتا تارن تأری دِتہٕ ترٛشھ تھٔز انوأری بوز

گوٗنہٕ ترٛیہِ ہیٚوٗر چھُکھ کرٛوُن یأری کھہنہٕ کھہنہٕ بوٗی نے جے جے کار

درشنہٕ چھِ بلن غم دوکھ سأری دِتہٕ ترٛشھ تھٔز انوأری بوز

ترٛیشوٗے کارن ساکھیات کأری بڑہمانڈ سأئلم سرٕو آدھار

موکلاوان زِنٛدِ نرٛکنہِ نأری دِتہٕ ترٛشھ تھٔز انوأری بوز

دیٚانہٕ روپہٕ ژے سون موٗلادأری پوٗزایہٕ ہُنٛد موٗل اکھ اکھ واکھ

چانہِ کرٛپایہِ چھم توتایہِ جأری دِتہٕ ترٛشھ تھٔز انوأری بوز

گرِ گرِ پادن نمہ نچ وأری تنہٕ منہٕ کرِ ہے ژ ےٚ نمسکار
یوٗگہٕ پپٹھس پپٹھ بسماد أری دِتہٕ ترٛشہ تھٔز انوأری بوز
گاہہ چون ژہنان چھِم ییٚتہِ سأری تیٖز پرٛکاش چون نوٚن تابان
زگہِ کاس انہِ گٹہٕ موہ اندھکأری دِتہٕ ترٛشہ تھٔز انوأری بوز
باوِ پمپوش پھٔٹی تھٔوی ژأری ژأری چیٚشمو گرِ ہے کھنہٕ کھنہٕ پوٗز
شیرِ ژ ےٚ لاگہٕ ہو سہٕز وبژأری دِتہٕ ترٛشہ تھٔز انوأری بوز
من موہن ژِ ے کرٛشن مُراری سنکادیک ہبتھ ژِ ے ویشنہٕ رپہ
سنکٹ ہرتا پاہہِ مُراری دِتہٕ ترٛشہ تھٔز انوأری بوز
زٔمن ہنٛز اسہِ دون یژھ یأری نتہٕ یُتھ سمبنٛدھ ٹھٹھہٕ کتھ چھا
زٔمس آمُت نوٚن اوتأری دِتہٕ ترٛشہ تھٔز انوأری بوز

ست گورِ بہٕ لگے

ست گورِ بہٕ لگے

☆☆☆



پھُٹہٕ متہٕ خیال جُروان چھُم گُس تہٕ کیٛاہ بہٕ باوس
یُتھ دِل کوٚرُم مےٚ استان سُٲجدس اندر مُکاوس
چھَس لاجواب قودرتھ وٲقِف سرِس بخدمت
بۆلیٛاہ چھُ طوطہٕ بولان اچھِدارِ ہارِ ہاوس
دسگاہ اتھاہ چھُ أہنٛدِس چیٚشمن ہنٛدِس اِشارس
مستانہٕ مست ساقی چینہٕ چاوِ چاوِ چھاوس
شمع حسین عبارتھ سوٗرتھ پٔرِتھ یہٕ سپرتھ
پروانہٕ مَن چھٔلِتھ گتھ ژھنہِ کیٛاہ گٔرِتھ جلاوس
وُچھ گُس لُطُف چھُ اتھ منٛز دِل تشنہٕ عشقہٕ موتر
رتھ وندن آشہِ لٲرِتھ تیٛوٗنگلبن لگِتھ اَلاوس
میٚۓ یوٚت گدٕ رہو یُتھ کرٕہا بناو لتس کیٛاہ
گدٕ رہو کائتھَن پوٚز ییٚمہِ آیہِ کیٛاہ چُکاوس





کٔنَن تل أچھن سوز نظر اللہ اللہ      یہِ طاقتھ یہِ عظمتھ بجر اللہ اللہ
وٗسی لولہِ دامن وُست چاًنی افضل      مُسہٕ بۆلی برتر پزٕر اللہ اللہ

یہِ کٔیاہ بزٕم گُمانس ووتھان لہرٕ ہشہِ چھم      فقط چون پھٕہلتھ کھجر اللہ اللہ
تمنا فقط لولہِ منزٕلس لگنٕ زٕیر      چھِ کتھٕ دولہِ پٔژھٕ متی قہر اللہ اللہ

چھُ بَس لائیانتھ سُہ اکھ اِسم عظم      زبان تام سنتوشٹ مُشٕر اللہ اللہ
یہِ باوتھ چھِ چاًنی مےٚ زبوٗ آیہِ قلمس      شُکُر توتہِ چھم یُتھ سیٚزر اللہ اللہ





واہہ نصف شبنے اما آفتاب کھۆت
چھا حقیقتھ کِنہٕ یہِ وُچھ اکھ خاب کھۆت

گٔنہِ أمِس ملشا تہٕ نۆن گو پُرکمال
روے وُچھُس نٔولنہٕ کُے نایاب کھۆت

چھے سوالچ وِز تہٕ شاید رٹھ جواب
وُچھ وٕٹتھ وُٹھ اِنتظارس تاب کھۆت

ترٛیشہِ ہۆت اُنل یقینس گاش چون
چھے اگر پژھ وُچھ تہٕ چھا پایاب کھۆت

سوزِ دِل گو دِل دٕزِتھ وبگلُن جِگر
چھت گرِتھ زخمن وُچھُم کمخاب کھۆت

تابُون خورشید محفِل خوش نصیب
شانہٕ شفقُک توبہٕ کسُبک کاب کھۆت

دِتھ نژن ڈالا تہٕ چمکوُن جہان
شش جہاتس تابہٕ وُن سورخاب کھۆت

کمہِ حیاتکہِ آبہٕ سگہٕ ناۆن ووميد
دون أچھن کھۆت جنتہٕ کھۆت ضوہراب کھۆت

دِتھ ضرب بیٛوٹھ لولہٕ تارن ہور گُن
تارِ تھووُن دِتھ یُتھُے مِضراب کھۆت

پوشہِ امبارن أولِین دسوانہٕ یم
شیرِ لأگن رٕحمتکی میٛحراب کھۆت

از عنایتھ پوشہِ وِنی نظرا ژوپور
سر سبز روٗحس گرِتھ شاداب کھۆت

مقطہس منٛز تھووُمت 'کرٛنڈ گامی' از
اِستیمالس غزلہٕ کِس مہتاب کھۆت





یٹِتہِ بہٓ تتہِ موٚگمے ژتبس پسوما دُعا
گُلو گنڈِتھ ژےٚ بَس ژےٚ رؤس ونہٖ کس سِوا
میانہِ فرضچ وِز سپز سیٚود حق بہ حق
ووٚنی اگر مشربم خودا چھُم کیاہ خطا
چانہِ شُکرانچ چھےٚ کیاہ آواز چونُے شُکرِیا
دم چھُ چونُے أے نِگاہنار چونُے شُکرِیا
اکھ سرؤرے بیخودی تاآری گرشھان ڈیٚوٹھُم دِلس
یام چاوان چھُکھ دِلے دمساز چونُے شُکرِیا
یِڑھ نسأ چیٚشمن دِوان چیتھ چاوِ ناٰوِتھ تیٚوت چاو
کُس حسین انہار دِلبرے راز چونُے شُکرِیا
چائی بخشایش بجا گو ذوقِ حقہٖ کُے جستجو
رازدآری مژ بُنن ہمراز چونُے شُکرِیا





واے کینْہہ کینْہہ باؤہا سپنۂ مُژرِتھ ہاؤہا

چانہِ درشنکُے مےٚ چھُم ہاوس تۂ دِل گرِناؤہا

نامۂ سُمرنہِ چانہِ ہُنْد سوکھ گوژھ مےٚ یُن اومکارۂ پھ

میٖانہِ زیوِ پیٹھ کھارۂکھ اکھ ناو سُے للہِ ناؤہا

ژیْوٚہ مےٚ اکھ اکھ خاٖلی ما گژھِ ہے دوہ پاٖنْشےَ سنُن

اوم کارِچ نامۂ سُمرن چون زپھ گنْزراؤہا

واے کینْہہ کینْہہ باؤ ہا سپنۂ مُژرِتھ ہاؤہا

بڑ وٚنہہ کنبتھ ژیےٚ تڑاؤہا پیشکش ژیےٚ تھاؤہا

شُر چھُ مَن اتھ زٖینۂ نچ اکھ وتھ مُقرر اُسی کرِتھ

دِتھ سیچ آواز سورن پیٹھ آیہِ مَن پکہِ ناؤہا

لولہِ بنسی وایہِ ہا پوٚز وُٹھ وٗتھ نادو دوہے

دم غنیمتھ زاٖنتھے دمساز دم اُنْزراؤہا

شِکوِ ساری تڑاوِ ہا شکھ منَس منساؤہا

چارِ چونُے چارِ گرِ ژےٚ، لولہِ تی تھکہِ ناؤہا

نۆن وُچھُن یا ہیُون کھٹُن لایق چھُ کُس رازے جِگر
ونتہٕ پانس تامہٕ کیٚاہ چھُم تی بہٕ کھُٹِٕ کھُٹِٕ تھاوِہا
دیٚنہٕ اِسپانٹک نِشانا تابہٕ وُن نۆرانہٕ چون
لولہٕ سِری ییک توٚت تڑر ییتھ موٚت مڑر ازماوِہا





یِی یِڑکھ تی تی لگے پادن وُندِتھ کرناوتم
ابسُک ور دون شہن منترٕ اومُک پرناوتم
ہیُون اکھ اکھ ژِیُوہ تہٕ شاہ گۆژھ چاُنی آرادھن کرُن
باسہٕ نووُتھ سِری یہٕ پتھٕ کُنی دون اُچھن، سورِ ناوتم
کس نہٕ گو گرِ گرِ کُرِتھ مرِ مرِ ہُران سمسار ڈاٚ کی
ست گۆرۄ ست گو فقط گرِ گرِ ستُک کرناوتم
یِی یِڑھکھ تی تی لگے پادن وُندِتھ کرناوتم
ابسُک ور دون شہن منترٕ اومُک پرناوتم





گۍ بٔنتھ چاٲنی نظر چیٚشمن اندر یم شار وُچھ
چھم اَوے للہٕ وِنی دِلس پھُلیا چھوکل سبزار وُچھ
خوٗنہٕ سٕری گومُت جِگر شولان اوے یہٕ چھُ کرٛہُن ماز
باغ پھوٚلمُت دامنس چھُس چھِٹ گٔرِتھ رنگدار وُچھ
دِل چھُ بیکس کیاہ خبر وبتہٕ راوِ رٕتھ کٔنی دود چون
اتھ نساٗ چھوہہ روٗنگ چیٚشمن ہُنٛد ہوا مزدار وُچھ
زِندگی پٔزی رٕنی تیٚلی کرتام آسہٕ زِندگی
وٕنی نہٕ مرنک چھم سزا شاید شُمران لار وُچھ
اوس کرتامتھ سٕہ محرم سینہٕ رٕس سیرٕس گوٚمُت
وٕنی چھُ مُشراوُن ہوان میاٗنہٕن اِشارن یار وُچھ
از تہٕ ییٚلہِ کینٛہہ ءگنگہٕ راوُن ہیٚوٗ ہوان مَن میٚون چھُس
تَس وزان تٔتی تھے بِہتھ سازٕس سرٛوٗدٕس تار وُچھ
موٚت گرٛھان مستانہٕ شوکل ہوش بے ہوشی اندر
تام نظرن منٛز وٕسِتھ چوان مویاہ گُلنار وُچھ
چھُس بہٕ وبتارُن ہوان سارُن ہوان پانس ژوپور
دیدٕ مان چھُم یار ہاوان چھُم دپان انہار وُچھ



مَس پرٛیمہٕ رَس مےٚ چاٲوِتھ نۄن آشرٕر مےٚ ہاٲوِتھ
تنہٕ کیٛازِ چھُے مےٚ تھاٲوِتھ دِل بیقرار وَنتس
سنکلپہٕ بار وَنتس

اَڈٕ وٕژھ نظر سو ترٛاٲوِتھ دِل میٛون تمبلاٲوِتھ
تھاوُن کھٔٹِتھ مےٚ ہاٲوِتھ پرٛزِ ما بہار وَنتس
نِشاط، شالہٕ مار وَنتس

موکھ چون بےٚ غم دِغمبر برتل ژرےٚ ترٛووٕ مےٚ سر
آسِہٕ مےٚ باس اپٕشر جلوٕکھ جہار وَنتس
دارناپہٕ دار وَنتس

یٕنٛدراز راز ڈیکس حالس بہٕ کھال تھکس
شِنگرٕفی موکھس بہٕ چھکس اوٚش موٚختہٕ ہار وَنتس
ست شوٗبہٕ دار وَنتس

چھُس حال میٛون روشن پتھ کیٛازِ چھُے مےٚ روشن
روزِن دوہےٚ مےٚ روشن گاشُر مُنار وَنتس

سا کھیا تکار وٚنتس

ہیتن چھُ کیاہ زِ زاگان تن من کرس بۭ ارپن
دِتھ ئنٕز پرٛیا مےٚ سُمرن اژھیوٚن شُمار وٚنتس
لتس یتھتیار وٚنتس

بوزان بھوانی ژٕ رے چھکھ منہٕ کاسہٕ وِنی ژٕ دِ رے چھکھ
کومل ہرٛ دے تہٕ ژٕ رے چھکھ انتس ژٕ عار وٚنتس
تی چھُم بکار وَنتس

للہٕ وُن لولے انٛدر بو سُلہٕ ون کرس بۭ ہو ہو
گوٚپالہٕ لالہٕ لو لو سہزٕک وبڈار وٚنتس
زنمُک وودار وٚنتس

دٔہوِنی مےٚ تن چھِ ہن ہن سرٛیہہ تیلہٕ کنہِ تہٕ ریٛہہ زن
آلہٕ وِ بۭ پان پادن لولُک وبڈار وٚنتس
اتہِ کُے امار وٚنتس

ہرٛیم شرٛیم کلیم سُے چھُم گرٕژ چانہِ سُے مےٚ ہمدم
لاگس بۭ شیرِ کوسم پوشن امبار وٚنتس
پمپوشہِ کھار وٚنتس

نٹہِ راز نژوٕنی ڈال تانڈو کران ٹُلان تال

تھگہِ تھےٚ نِوان نژن ژھال سرٕ آدِھکار وٕنتس

تی چھُم بکار وٕنتس

سُہ ووٗنہٕ آتمُک گاش پڑزلاو تھاو اسہِ آش

کرٕ کرٕمہِ گٹہِ ژھٹہِ ناش آشایہِ دار وٕنتس

یِم ژِترٕ کار وٕنتس

باونایہِ پوٗژِ جنٛدس گونٛڈ پزٕیمہٕ سورمےٚ ووٗندس

ساوِدھیان تھاوِ چنٛدس سودام یار وٕنتس

پزٕیمُک سُہ تار وٕنتس

ست ژہتھ آننٛدٕ چ لےَ شرٕپہٕ وِنی تہٕ وہپہٕ وِنی چھےَ

کرٕشنہٕ کرٕشنہٕ ژٕےٚ دٕےٚ چھے شاہ والہِ کھار وٕنتس

رُت آبشار وٕنتس

ست گورٕ یہِ آشرم چون ویکونٹھ بُھتوٕے زون

کیلاسہِ پربتا مون اکھ رازدوار وٕنتس

زگتُک وِہار وٕنتس

ہیٚنٛدِ ریٚنٛدِ آیہِ ژھاٲرِتھ آسٕر چانہِ گاٲرِتھ
بۄسٕر تارٕ تاٲرِتھ موہ سیٚنٛدِ تار ونٛتس
اپرمپار ونٛتس

شیہِ چانہِ کارکُھٹھ ناگ منہٕ کس ؤنس سےٚ منٛز باگ
نِشہِ ووٕنی تٲتی ہمٕس زاگ اوم شبدٕ تار ونٛتس
شِوٕ اومکار ونٛتس

☆☆☆



واہرٕ دامن گُلی گنٛڈِتھ کیٛاہ چھوٚن ہلم تقدیر میٛون
بنٛدٕگی شرمنٛدگی ہیٚتھ اتھ بجر تدبیر چون
سوٚ ہمٕس مَن پڑان پُشرِتھ سیٛوٚد چھُ سِری یَس نام رٕپھ
تمہِ حسین حُسنٕک تصوٗر چھُس بٔنِتھ تصویر چون
ہاوِ حبس نےٚ چیٚشمہٕ گیٛانس مَس گٔمُت لولس انٛدر
راگہٕ ووٚتلہِ ہسا یہِ کل قلمس لیکھِتھ تفصیر چون
دُنیاہٕچ دولتھ منگےٚ ژٕ اے عالمن ییٚتہِ شیرتاج

پڑاوِ کیٛاہ سُہ تڑاوِ کیٛاہ اتھ منز چھُ کیٛاہ تفصیٖر میٛون
ییٚلہِ ژٔےٚ گوٚے من پٔننہِ بٔگھتی بٔگھتہِ باوٕچہِ رایہِ مَس
راس رِگنٛدنَس منز مےٚ دُرگاییِ وُچھے تن ویٖر چون
خوش گوٚمُت چھُس آشہِ گومُت آرِ کوٚت، کوٚچھِ ہُنٛد منزٕل
پانہٕ للہٕ وَن میانٛی سونہٕ کھون چھُے بہِتھ اتہِ پیٖر میٛون





کھٔنہٕ کھٔنہٕ اوم پرٕناو امہِ زانٛی داما چاو
انٛوگرٛہہ نظرا تڑاو امہِ زانٛی داما چاو
سۆ ہم ہم سۆ پوٚش من تھرِ پھوٚلی اچھِ پوٚش
پۆزاہِ پانس چھاو امہِ زانٛی داما چاو
اسہٕ وٕنٛی لسہٕ وِنٛی گیٖت شاہ شاہ رٕچھ پرتیٖت
گنٛدرو گیٖت گیوٕناو امہِ زانٛی داما چاو
بھاسکرٕ تیٖزٕ پرٛکاش چھُکھ آتما گٹہِ گاش
پرٛزُنُن کیُٛت پرٛزلاو امہِ زانٛی داما چاو

چھُنہٖ کیٔاہ یِنہٖ چھُنہٖ چون　　بڑہمہٖ دٔہن کر زون
کھہٖ کھہٖ برٛم ژٕلراو　　امہِ زأنی داما چاو
وٕنس موچھِ موچھِ وو　　رٕتہِ پھلہٖ بوٚنس بو
کٔمۍ ذیُت اسہِ یُتھ چاو　　امہِ زأنی داما چاو
سِرٕ کس نِشانس　　انہٖ دھنہٖ گیٔانس بانس
رچھِ وٕنہِ رچھِ کرناو　　امہِ زأنی داما چاو
لُشرِتھ کھوٚت رتھِ پان　　زیرِ چانہِ ہیرِ بھگوان
استوتھ یٚیمہِ زیوٚ دژاو　　امہِ زأنی داما چاو
وُچھ اسہِ چون دۆستوٗر　　داوس دوہہ منظوٗر
تابس بوٚٹھ لٔج ناو　　امہِ زأنی داما چاو
اتھ لیٚچہِ چھےٚ یتھ گرٛکھ　　رژھ کھنڈ ژیری بے شک
مَس پڑیمہٖ رَس بأگراو　　امہِ زأنی داما چاو





گُنہِ سخ سِیاہ گُنہِ سخ سفید دالات أچھن تل
حمدُے گرٲمس گُن سہ چھم گُنڈ ذاتھ أچھن تل
گُنہِ تاپہِ ترٛڑرن منٛز تہِ وِہری گۓ مےٚ شِہلی ژِہی
گُنہِ زوٗنہِ رأژن منٛز فقط کاثہہ رات أچھن تل
توٚ پتہٕ تہِ روزہٕم شۓ سُۓ بوزہٕم داد جِگرٕکی گُس
یِن ما تمِٕس یم میٲنی کینٛہہ خدشات أچھن تل
ازتام دوہَے روٗد کتھَن پانہٕ پھِران مال
وُٹھ میٲنی سُوِتھ وٲژھ دوہَے کتھ باتھ أچھن تل
سبزرَس چھےٚ نٔنی کتھ چھِ پیٚمتی کھورٕ چھٲلِتھ چیٚنی
اِدٕ روٗد گُس پانس مےٚ پیٚتی اوقاتھ أچھن تل
یا روٗزیٚتن متہٕ روٗزیٚتن لتس یاد سو گٔر زاثہہ
میٚہ تہِ مأشہِ ہَن ناحقکی مےٚ تِتھی کلِمات أچھن تل





کتھ لگے لوس، اتھس یا سایہِ شہلِس شفقتس

دزٕ وِنس آدٕمی رتس یا مایہِ رٕسی تِس موحبتس    ون کتھ لگے!
شُری کتھن یا نفرتس یا پأری چأنِس عظمتس
تاپہٕ تژٕ رِنس ظُلمتس یا رایہِ رٕسی تِس رحمتس    ون کتھ لگے!
یا لگے اپزِس ستس یا مأری فتہٕ کِس برکتس
زہرِ قأتِل فُرکتس یا گژایہِ رٕسی تِس قُربتس    ون کتھ لگے!
لا تما تنہا توتَس یا رلہٕ وِنس روشن خطس
نۆرٕ بٔری تِس صۆرتس یا لگے کتھ عادتس    ون کتھ لگے!
پامہٕ ووترِس حکمتس یا زٕخمِس نۆنس ژٕبتس
پتھ لگے کتھ کتھ ہِتس یا وایہِ رٕسی تِس اُلفتس    ون کتھ لگے!
یۆگہِ بلہٕ کِس مۆرکھس یا صبرٕ کِس اتھ فُرصتس
یا خودانتہٕ فِطرتس یا پیرٕ لگے سپرتس    ون کتھ لگے!





اوم شری ست گوٗرِ شکھتی مان شنکر — ہر گنگا در جےَ بھوٗ نے
کھبنہٕ کھبنہٕ چھُم ییتہٕ تتہِ چون آسرِ — ہرٕ گنگا در جےَ بھوٗ نے
چونےٗ شکھتی پات وۄدِیس آو تھرِ — بکھتی باو شکھتی کوٗر سنچار
پرٛژھِ ہنٛزِ پوٗزایہِ کن لوٗگ دوٗ درٕ — ہر گنگا در جےَ بھوٗ نے
لٹہِ اکہِ درشُن دِتہٕ ییٚیہِ ہی ہرٕ — امہِ ترٛشنایہِ چوٗ و پوٗز برٛ ہم گیان
پھٹہِ ہے زبوٗ نتہٕ مٹہِ چھُے اپشرٕ — ہرٕ گنگا درٕ جےَ بھوٗ نے
شِوٕ باونایہِ چھِنہٕ ژٕ تہٕ بہٕ وکھرٕ — ژٕتھ دارنایہِ پرٛان دیان سندار
تُلتھ پرمانہٕ پرٛیمانہٕ ییٚتہٕ جرٕ — ہر گنگا در جےَ بھوٗ نے
کبتھِ یٔژ بوٕ سرکی ارسرٕ سرٕ — کیاہ کرٕ کیاہ کرٕ پتہٕ روٗدُم
اوشد جے جے کار یی تی پرٕ — ہر گنگا در جےَ بھوٗ نے
ژٕتھ وبرشہِ ہوشہِ پمپوشہِ سرٕ شرٛان کرٕ — ہم سوٗ سوٗ ہم پرٛزٕ نتھ پان
ستھ سُمرنایہِ ڈکہِ ٹکہِ اوم اوم جرٕ — ہر گنگا در جےَ بھوٗ نے





بێیہِ کێاازِ وۄن پمپوشہِ ؤتھرن آیہِ قیامتھ

بێیہِ کێاازِ موختس پۄختہِ ئُچ ٹھسرایہِ قیامتھ

بێیہِ کێاازِ نژٕونی ژھایہِ گتی یێتہِ رایہِ کران دِل

بێیہِ کێاازِ امی تژایہِ مارن گژایہِ قیامتھ

بێیہِ کێاازِ موژان سۄر گژھتھ پۄٚرِ نارٕچ تێہہ

بێیہِ کێاازِ شێہلتھ تاپہِ تژٕرچہِ کژایہِ قیامتھ

بێیہِ کێاازِ یِوان یاد ژٕنتس واٗدِ گٲرٕمژ وِز

بێیہِ کێاازِ أتی آیہِ أتی دژایہِ قیامتھ

بێیہِ کێاازِ ژینان وُنہِ چھُ دُنیا چون بدلوٗن

بێیہِ کێاازِ نظرن تل چھێ وُنہِ پۄٚزایہِ قیامتھ

بێیہِ کێاازِ مٲتی أسی مایہِ ہٲتی آیہِ پران تم

بێیہِ کێاازِ وُچھِتھ دژایہِ أزی وُگرایہِ قیامتھ

بێیہِ کێاازِ داواگیر رۄزِتھ ناتہِ تٔمِس أسی

بێیہِ کێاازِ وژٕھ گُلہِ عالمس تھتھرایہِ قیامتھ





یتھ مایہِ ووتلاوِتھ ژٕ وَن کمہِ رایہِ ژٹکھ آشن
ظُلماہ کرُن یتُھ بۆڈ گوناہ پانس چھیا برداش
یٚیتہِ گو سبٹھاہ سُری پیٚٹھی تہٕ وٕژھ بڈٕ بارٕ قیامتھ
تتہِ ما ژٚے پیٚوس زانٛہہ یاد ژٕتبس سون کانٛہہ پاداش
دِتھ گڑایہِ تتھٕے پاٗٹھی تمی آیہِ ژٹُن وچھ
کم چھا زِ بٚے ستھ تڑایہِ کڈُن رایہِ اکی واش
ظُلماتہٕ لوٗنچن تل تہِ برٛہُن نوٗرٕ زٕژن ریٚہہ
گُنہِ ساتہٕ سِیاہ رأژ ژٹن جامہٕ ژھٹن گاش
الماسہٕ ٹیچھر میٛوٹھ زہر چون برُن لول
وقتس چھِ پھولن گُل تہٕ سِرس پانہٕ گژھن فاش
باغس پیٚتھِ پھولن گُل تہٕ ٹٔلن وٕیُور کرن گتھ
پروانہٕ شمہ رویہٕ سٕے دیوان لبن راش





یاد کر وادس قرارس    یتھ گواہ ییٚتہٕ کائنات
وُنہِ چھُ کأنی حرکتس منٛز    یا اِلٰہی سات سات
بے ووفا ایٚحساسہٕ مدنس    سوٗنتہٕ وَہچہِ پٔرۍ ووٗن
وُنہِ چھُ شاہدتھ سِرۍ یہِ زٕندرم    وُنہِ چھُ شاہدتھ دوہ تہٕ راتھ
میٲنۍ شاہ تٕلی آشہِ وُچھ ہَن    آسمانن آو آو
سازٕ گار نٕرِ چھم اِشارن    لولہِ تارَن دِتھ سمات
اتھِ رٔٹتھ نٔنۍ کھُلہِ کِتابا    رازٕ سان ؤہرتھ ورق
اتھ تھٕوتھ تفصیر لیکھِتھ    حرفہٕ حرفے چأنۍ ذاتھ
تلہٕ سأ زٕھوپہٕ کٔرۍ تو یہِ شَر کیٚتھ    نتہٕ چھُ تٔمۍ سُنٛد ٹھَس گرٛشھُن
نتہٕ چھےٚ میٚون ووگنہِ درٕ کے    آبشارٕچ کتھ تہٕ باتھ
رٕتھ زھوٹیو سأئلم سفر    نِشہِ ووت چیٚشمن منٛز بِستھ
دوٗرِ میٹھیوٗمُت مرٕژ    نٔزدیک نابد ٹیٚوٹھ شبات
پأدِ گو آہن اثر    لٔج عالمس سہوٕنی سِسر
تھٕزِ اگٕتہ یامتھ ووجوٗدس    شرٛوکنہِ لگہِ سأئلم بِساط

وُنہِ تہِ چھا شکھ لولہٕ دربارس         اندر قلمس ژٹنٕ زبوٗ تہٕ
بیٚہہٕ روزِ ثیا سو پتھ گبوٗنس         تمی چاٗنی صِفات





شانت موٗرتھ چاٗنس آکارس         بڑِ دیہِ اٙسن جے جے کار
دیوتاہن تام یُس چھےٚ سوامی         زگتھ آدھارس جے جے کار
شیٚبن کٔرتھ پیٹھ شیش ناگس         نابہِ پھوٚلِتھ گوس پمپوش
آکاشکۍ پاٗٹھۍ تتھ وُسجارس         موٗلادارس جے جے کار
کوٗل اوٗبُر ہشِ یَس تن پرِتھ         کوٗمل انگ یَس شوٗبان چھی
لکھمی پتی پمپوشہِ نیٚترٕ یَس         تس کانثارس جے جے کار
یَس چھِم یوٗگی دیانَس منزٕ مَس         ڈیشان پانے پانس پوٗر
ویشنو روٗپس تس بھگوانس         بھوٕ بھیہِ ہارس جے جے کار
شانت موٗرتھ چاٗنس آکارس         بڑِ دیہِ اٙسن جے جے کار





پیٖر لکٹیوٗ زونمکھ ملشایہِ چانے مونمکھ
اتھ منز چھُ لگے نیٚایے گُس کرتام پیٚٹھی ونہٕ وونمکھ

امہِ پتہٕ تہِ کینٛہہ زانٛن چھُما تتھ زانہٕ نَس کرنُے چھُ کیٚاہ
اکھ عالماہ گردونمکھ خاموش زیوٗ نظرو ونے

بوزکھ ونے پانے کنے دادبن دوا ژِے زونمکھ
وِزِ وِزِ یہِ کل چاٗنی گنان سوٕے کل مےٚ سپٕنٛس منز سنان

چھےٚ تہٕ چانی سازٕچ لےٚ ونان از مونمکھ از زونمکھ





زیٖر چاٗنی چھِ لاٗری لاٗی لگے کتھ نہٕ کتھ ونتہٕ کتھ نہٕ پاٗری لگے
اٗسی چھِ چانہِ ستی زنمیے آٗتی بڑہمہٕ کرمہٕ دھرمہٕ سازٕ ساٗری لگے

سایہِ شہِلس چھےٚ پایہِ بڈی سٕنز پڑھ نتہٕ ونتہٕ کُٔمی نہٕ داٗدی ماٗری لگے
آشہِ پاشہِ شُری باشہِ ژٕےٚ رِٕکٕرٛھ چھم نےٚ تہٕ لےٚ ساز ساٗنی چاٗری لگے

چانہِ تیزٕے عالم روشن گٔے بَس دُعا اُٹھٕ کرتہٕ پٲری لگے
بار ہر، کرتہٕ چارٕ چارٕگر چھُکھ بار وٲلِتھ چھِ آبٲری لگے
خوش یِوان ناو زیوِ پیٹھ چھُ چونٕے پاسہِ لِللہ فضل تہٕ یٲری لگے





آتما پرماتما ژٕے چھُکھ سدا شِو ژٕے ژوپور
اکھ بُدھی شکھتی تہٕ بکھتی برٛہم کرِچ دورٕ دور
چھتہٕ یہِ برٛ ماٹڈٕچ یژٕھے ست است پرٛ زِنٛدٕ آش
پران ژٕے پتہٕ لارٕونی چھیٚنہِ مایہِ من میٚونٕے بچور
چھتہٕ گرٛھن ویٚشین پتے بوٛگن تہٕ روٛگن مُتی کران
کرٛمہٕ کرٛیٚیہِ کنٕز زانٛتن پوٗزایہِ چاٗنی چھُم یہِ لور
میانہِ پرٛٛھِ ہنٛز مایہِ ہرٛ نیٚنٛدرایہِ نبتھ چاٗنی سماد
مَس پکن مستانہِ ژٕے پتھ سون پرٛدِکھن اورٕ یور
ووٗنی یہِ کینٛژھا چھُم تگان بوزُن چھُ ژٕے کیٛتھ
واکھ پوٗش ہرٕونی ڈاٗلی
چھُے پوٗزایہِ ارپَن یورٕ تور



کیاہ منگے پہچان دِم     اکھ ستُک انمان دِم
گیان دِم بیِہ دیان دِم     بَس پنہ پاچ زان دِم
کیاہ منگے پہچان دِم

پڑیمہِ پاٹُر امرہتُک     بُری بُری کُنُے وردان دِم
ست سدا شِو باسُنک ہر آنہ     کُن احسان دِم
کیاہ منگے پہچان دِم

پڑمہِ شکھتی کِنہ مے بُھکھتی بولہِ     تُلہِ پوٗزایہِ دس
لولہِ یوٗکھتی راگہِ رکھتی اکھ سہ     مُکھتی جان دِم
کیاہ منگے پہچان دِم





دِم بیٚکھشا زہو گیٚوِ کیٖرتن چون　　شاہ شاہ زیوٚ بیٚیہِ گیٚوِ کیٖرتن چون
سٔتِم گو ست یِی ڈیٖشان أچھ　　ہر وتہِ زہو بیٚیہِ گیٚوِ کیٖرتن چون

خاموش دِ باوتھ نادن ہٕنٛز　　أچھن فٔری یادن ہٕنٛز
آدن بیٚیہِ زہو گیٚوِ کیٖر تن چون

ونہٕ ونوٗنَس دِتہٕ وار لگے　　ووٗنٛدٕ ونٛدٕنَس کُن وہستار لگے
ژھٹہِ وٹہِ رٹہِ دہٕو گیٚوِ کیٖرتن چون

شُکرانٕچ کل دِتہٕ دُباریَن　　دِلٕچ گرٛایَن گرٛایَن ژھایَن
أتیٚ تَن ژھیٚیوِ زہو گیٚوِ کیٖرتن چون





پیَ ہیتھ بوز مَس گُفتارس ۔ دے دِیہِ ہر گُنہِ کارس تار
کن دِتہٕ منہٕ کِس اتھ سیتارس اتھ اوٕر چھےٚ وزان لوٕچ تار
ژٕتھ مأری فتہٕ روز شُمارس دے دِیہِ ہر گُنہِ کارس تار
طےَ کر سے کل دِل باپارس ہر وتہِ تیٚمی سُنٛد نوٗرِ اَنوار
نے چھےٚ نالان دِل ہُشیارس دے دِیہِ ہر گُنہِ کارس تار
سِزرس سٕہزس زے باپارس نوِ نوٚو شوٗبان چھُس انہار
کرے پوٗز انہٕ بوکرے دارس دے دِیہِ ہر گُنہِ کارس تار
یژھ ہیتھ اژھ منز انڈ ری گارس تٔتی چھےٚ رحمتھ تتھ مُردار
ششکلہِ وُزِ زل جٹادارس دے دِیہِ ہر گُنہِ کارس تار
شم کر سُے لتس زٕے اتھٕ دارس ست گوٕر دیإنچ دارنا دار
پٔتی مےَ پیٛارے أتھی پتہٕ لارس دے دِیہِ ہر گُنہِ کارس تار
بژسوارِ کیٛاہ ہفتس پژارس وِزِ وِزِ کانچھس نوٚن دیدار
اِ پتہٕ پانہٕ تتہِ وتہِ لارس دے دِیہِ ہر گُنہِ کارس تار





ژِے چھکھ ماتا تارن واجِنیٗ

ژِے چھکھ زگتس تار

ژِے چھکھ بخشن پاپن سانٛبن ژِے چھکھ بخشن ہار ماتا

شوٗبی جے جے کار ماتا شوٗبی بارمبار ماتا

ژِے چھکھ زگتس تار

نرِ ژھرِ ہِبتھ بو شرنے آمُت درِ دِتھ بوٗسرِ تار

پادن چانٛبن ارپن میانے اشچی امرِتھ دار ماتا

ژِے چھکھ زگتس تار

ژِے چھکھ کاٗلی کالا تیتیا کلہِ مالے چھے ہار

چاٗنی دَیا اسہِ پاپن کرتل کاسن موہ انٛدِکار ماتا

ژِے چھکھ زگتس تار

شیر سواٗری پانے یاٗری کرِوُن رُت دربار

چاٗنی اِنٛنے آیہِ بیپاٗری کُس چھُنہِ وومیدوار ماتا

ژِے چھکھ زگتس تار

سبدتھ ژٕرے چھکھ أچھنٕے تل بێیہِ — گرِ گرِ نۆن دیٖوار
تی گو پاٮ۪ے بێیہِ کێنٛہہ منگنے — سپدُن بۆڈ وٕپکار ماتا
ژٕرے چھکھ زگتس تار





گرژھِ یۆد بُرژر ییٚتہِ یتھ پیٛالس — ہم نیٛالو ہم پیٛالس گو
اِدٕ ونہٕ مدنس یۆت یِتہٕ سالس — ہم نیٛالو ہم پیٛالس گو
ودنَس ما ستہٕ ژھٹہٕ ہا حالس — تَس ما گو زانٛہہ میٛون پرٕوا
ذٕدی چھِم بدنس کوتاہ ژالس — ہم نیٛالو ہم پیٛالس گو
دامن تیٚمی رۆٹ جرِنا نالس — أشی وآژی موٕچھ اکھ اکھ ژال
سُے گو کوہ پوٗشُن پانژالس — ہم نیٛالو ہم پیٛالس گو
نِیہِ کُس اتھِ یُس پھرِ کلوالس — تس چھم پھرٕنچ پھرٕنچ ہآل
ٕمز ہُرِ مزٕدار پیٛالس پیٛالس — ہم نیٛالو ہم پیٛالس گو
لالس پننٕہ نِس ماہہِ مِثالس — وُنہِ شێہلاوِم جگرٕچ شے
میٚتہٕ تَس میٗل گو لاے زالس — ہم نیٛالو ہم پیٛالس گو

دم چھِم تمٔی ۂشِدی کوٗہ سمبالس          یَم گیہِ اکہِ اکہِ تمٔی ۂسے ڈآلی
کُنِرُک ہمسوس چھُم نۂ خیالس          ہم نیٔالو ہم پیٔالس گَو
ہُر ہُر پاًرِتھ پُر جمالس          چھُم تۂ کرس کیٔاہ نوٗرۂے نوٗر
شیِرتھ شیران چھُم سُہ کمالس          ہم نیٔالو ہم پیٔالس گَو
چھٔلی چھٔلی چھوٗلنَس لالس چھالس          نظرِ اکی گَو سیٖنے صاف
ژانگہِ سُے رتھ کیُتھ کوِ بو زالس          ہم نیٔالو ہم پیٔالس گَو





دِم ژہنۂ نَس وتھ اپرادن ۂثز          کل لولہِ منز للۂ وِنی پادن ۂثز
شرمندآے ایٚحساںچ برکتھ          چھم سے کل چانۂن نادن ۂثز
کل لولہِ منز للۂ وِنی پادن ۂثز
سوے لوٗلی ژٚے یوسۂ خوش گاۂمژ چھےٚ          ورتاو مےٚ ۂستی مُری یادن ۂثز
کل لولہِ منز للۂ وِنی پادن ۂثز
گو کوٚت سُہ ووفا یقرار کُرِتھ          حوسۂنچ یہِ چھا شےَ وادن ۂثز
کل لولہِ منز للۂ وِنی پادن ۂثز

مَتہٕ بے صوٗرتھ کرتن سٕہ دِوتھ وأران شۍین آبادن ہٕنز
کل لولہِ منز للہٕ وِنی پادن ہٕنز
اکھ یار تہٕ بیٚیہٕ یارز پوٗشِن پاں چھوٗلن ہٕنز کولہٕ رادن ہٕنز
کل لولہِ منز للہٕ وِنی پادن ہٕنز

☆☆☆



لولہٕ تارن دِیِو صدا نیک نأمی با خوٗدا
بیکھ دولت جابجا نیک نأمی با خوٗدا
آیہِ کمہِ دوہہٕ لولہٕ ہٕتی یاد چھےٚ نا عارٕ گٔتی
زن کوٗرُتھ ہدُلوِدا نیک نأمی با خوٗدا
تژ ایہِ بیٚوٹھکھ آیہِ سان شُر چھُ یُتھ روٗشِتھ بیٚہان
روشہِ چایا چیٚنز کُجا نیک نأمی با خوٗدا
مےٚ ژےٚ ستی تخلاس گو وُنی یہِ کیٚتھ اتھ فاش پیوٚ
ہر ادا چأنی ادا نیک نأمی با خوٗدا
چھم بہر رنٛگ دِنی مےٚ زیوٚ کلہِ تہٕ شیشٕ کلہِ نوٚو بہ نوٚو

نیرِ وُزِنی بر مُدا نیک نأمی با خودا
پیتی کأئیاہ اِمتحان مٔلو ھوان میۓ چھُکھ کِنان
سُجدِ وزنس گوب چھُ کیاہ نیک نأمی با خودا
بَس چھُ زہِنتھ أری ظوے مؤل مُژ امہِ کُے چھُ خوے
چارِ جؤلی تأبیا نیک نأمی با خودا





وُنہِ چھامۓ سُجدن ستھ لأرِتھ کتھ کتھ چھم پتہِ وتھ لأرِتھ
آشہِ کنہِ دیدن رتھ لأرِتھ فُری یادن باوتھ لأرِتھ
کتھ کتھ چھم پتہِ وتھ لآرِتھ
وُنہِ چھم یادن پنِنی ژھاے آدن چھم دِلچی دُبہِ راے
وادن چھم حاجتھ لأرِتھ کتھ کتھ چھم پتہِ وتھ لأرِتھ
وُنہِ چھم نظرن نظرن تل شیٚن طرفن کیاہتامتھ کل
حاصِل سوے برکتھ لأرِتھ کتھ کتھ چھم پتہِ وتھ لأرِتھ
تھو پانس نِشہِ بوڈ حشمتھ سُجدِ چھُ سُجدے بے قیمتھ

گوٚبرس چھٕس رحمتھ لٲرِتھ  کتھٕ کتھ چھم پتہٕ وتھ لٲرِتھ

ژھوٚپہٕ اٮ۪ندرٕ رے چھُے مولوٗم راز  شاہ شاہ یتھ چاٲنی آواز

کتھ حرکتھ حرکتھ لٲرِتھ  وُنہٕ چھامےٚ سُجدن ستھ لٲرِتھ

فُری یادن باوتھ لٲرِتھ





اَندرٕ ۄن میوٚنُے دٟن  بیرٕ ۄن میوٚن دُنیا

کیٛاہ ترٛاوِ کتھ کرٕ لا  لا اِلا اِللّٰا

خورشید میٛہرو ماہ  ہُتہٕ لسہٕ بیٚتہٕ بسہٕ ہا

مُسماو خوٚد لِلّٰا  لا اِلا اِللّٰا

ظاہِر باطِن تا  نوٗزِ بلا اللّٰہ

بقا فنا فِلا  لا اِلا اِللّٰا

تَس رۄس زانُن کیٛاہ  مانُن نہٕ مانُن ما

موٗژِ زانُن اکُے لا  لا اِلا اِللّٰا

جلوٕچہٕ نوٗرٕ زٕژ ہا  رٕژ کاںژاہ چھُ صفا

سرٕکھے تہٕ مرکھ ما  لا اِلا اِللّٰا



کل گنان چھم یادنے منز روزِ شب
یارِ روٗشتھ روزنے چھُے بے سبب

کر ژتھس چھُے نظرِ تل اکھ ساتھ ساتھ
زورِ درشن دارِ تل دُل مُل عجب

ہے گاٹمتی چھم زِندگی ہندی غم مُشتھ
دگ فِراقچ چھنہٕ یہِ چھُم کیٚاہتام طلب

راتی راتس خاٹے آیم کم خیال
چانہِ حُسنکی پیچ و خم گے جانبلب



# ماتاپہٕ گُن

بھاونا بٔکھتی شرٛدا ہیٚپٔن دِ تار
پاپہٕ ؤلی ہتہٕ نے کرٛیا ہیٚپٔن دِ تار
سادھنا کوٕ زانہٕ وٕے چھُنہٕ ڈٔنجہِ دِل
آیہِ اُدہٕن اسہِ دیٛا ہیٚپٔن دِ تار

مایہِ آگُر لولہٕ سٔجدُک گرٛاکھ گُس
پان کُنہِ یُس ژٕ ےٚ سِوا ون بیٛاکھ گُس

ہر اَکِس سٔجدس طلب یوٚہے
ترٛیش پھُٹ انوارِ نتہٕ یپٕتہِ درٛاکھ گُس

پاپہٕ ترٛسی چھِم وۄجوٗدس سخ تچھان
دگ تُلِتھ مہلامہٕ اتھ لاگ ٹھاک گُس

چانہِ رحمچہٕ نظرِ سنہِ انہِ گُس حِساب
تابہٕ راٗوِتھ سینہٕ کُے چھُنہٕ چاکھ گُس

اکھ سہٕین پیکر خاموشی ہُنٛد بیان
نتہٕ کُتھن اَزتام پیوٚمُت ژاکھ گُس

چھُم تمنا بُتھ چھٔلِتھ اشہِ وانہِ ستی
بے ووفا وُچھ گُس تہٕ گُس بے باکھ گُس

شانتہِ ون منہٕ کُے جنگُل ژیٚے کیٗتھ روچھن
سُے تپٕوون چھُے تہٕ تیٚتھ وأناکھ گُس

آمِنے کھاسن پیٛوان چھُم رتھ ژٕشُن
رتھ نسأ امرِتھ چیٛوان یُتھ پاک چھُم





لگے ناوس بہٕ پأری      کرتہٕ یأری کرتہٕ یأری
چھُ شَن طرفن فقط چون نۆر جأری      کرتہٕ یأری کرتہٕ یأری
یَمن چانٛن نڑن ڈالن وٕندو رتھ      اَتھن کنٛتھ دِل ہیٛتھٕے چھےٚ آہوزأری
کرتہٕ یأری کرتہٕ یأری
تِمن ما کھۄت کٔنہہٕ تقصیر وَنتکھ      چھِ سائٕنٛتھ بادشاہت چأنٛۍ جأری
کرتہٕ یأری کرتہٕ یأری
یٚتٛنتھ نےٚ اِد کتٛنتھ اتھ جاہو حُسنس      ٹلو ہَز توتہِ چھےَ بُمہٕ چأرٕ چأری
کرتہٕ یأری کرتہٕ یأری
مےٚ ونٕہ مےَ نظرٕ کرتامتھ ژٕنٛتس کر      یِی چأنۍ دولہٕ وُچھنٛچہِ نظرِ مأری
کرتہٕ یأری کرتہٕ یأری
ووتھان کمہِ جوشہِ زٕژ چھےَ نارٕ زألتھ      ہنا گُمہٕ ناو وُٹھ شیٛہلاو سأری
کرتہٕ یأری کرتہٕ یأری





چھُم بخشان کم تقصیر یہِ چھُ پپر مےٚ متہٕ پرٛژھیتَو
سرپوش تل تفصیر یہِ چھُ پپر مےٚ متہٕ پرٛژھیتَو
کنہٕ تلٕچی چھم کنہٕ وان یی ڈٕپڑِ تی ونہٕ ناوان
زِنٛدٕ زُوٕنکی ئُنٛ تدبیر یہِ چھُ پپر مےٚ متہٕ پرٛژھیتَو
یہِ چھےٚ چانے نوٕرچ زیٚہہ ہنہِ ہنہِ منہِ وُہوٕنی ریٚہہ
حرفن ترٛٹن ہُنٛد تصویر یہِ چھُ پپر مےٚ متہٕ پرٛژھیتَو
ہاوان چھُم ہر وزِ وِہی پرٛنس منٛز پزٕنکی ژِہی
رٕژھرِتھ تھاوِتھ سیر یہِ چھُ پپر مےٚ متہٕ پرٛژھیتَو
للہٕ ناوِتھ تھاوِتھ جاے دِلہِ جِگرس مایی ماے
پوشن پایَس چھُ دستگیر یہِ چھُ پپر مےٚ متہٕ پرٛژھیتَو





دس بستہٕ ژٕےٚ کُن آس　　مےٚ کُن باس لگے پأری

کم شاہہِ تہٕ کبتھ تژاوکھ　　مَن منزلہِ للہٕ ناوتھ

ژٕے اے مئون خاصل خاص　　مےٚ کُن باس لگے پأری

ہم سٕو تہٕ سٕو ہم چھُم　　أتھۍ منز مےٚ پانٕے گُم

ژٕیےٚ ستی مےٚ چھُم اتھواس　　مےٚ کُن باس لگے پأری

زبہٕ مالہِ شاہ تژاونے　　من ژٕیےٚ بہٕ ملساوے

کیلاسہٕ آگم کاس　　مےٚ کُن باس لگے پأری

پَرچم ژٕ دُنیاہ تژاو　　رٕتہِ موکھہٕ جر پأنس چھہ

منہٕ سرٕ تہٕ کر ونواس　　مےٚ کُن باس لگے پأری

اومکار مےٚ سپکھتھ تھاو　　ہنہِ ہنہِ مےٚ سپنس

یُتھ باس تتھے ووپہٕ واس　　مےٚ کُن باس لگے

سیٚدتھ تہٕ تی تھکبہٕ ناو　　مدتھ تہٕ تی

ڈبکہٕ مئون تہٕ چون برنیاس　　مےٚ کُن باس۔

دس بستہٕ ژٕےٚ کُن آس　　مےٚ کُن باس۔

نظم

## تفاوتھ

ژٕ چھُکھ تہِ تہِ ییٚنہٕ کانٛہہ تہِ چھُ
بہٕ چھُس تہِ تہِ ییٚنہٕ کانٛہہ تہِ چھُ

(بجر تہٕ لوژر)



## اکھ تخلیق

بہٕ (آکارِ رؤس) تہٕ یم میٲنۍ نِشانہٕ
آکارِ رؤس ژٕ تہٕ چٲنۍ نِشانہٕ
چھِ اَکھ
بہٕ تہٕ میٲنۍ ۔ ژٕ تہٕ چٲنۍ
چھِ تکلیف وُست
یہِ اَکھ

چھِس مئیُل ۔ بلندی ہُنٛد مُقام

نتیجہٕ چھِس پھل

پسیتی رٕژتھ

تکلیف چھےٚ تھوٚد شاہکار

بہٕ تہٕ ژٕ چھُ اَچھن ٹھوٚر

☆☆☆

نظم

## گاڑٕ کاہ

مےٚ چھُ باسان

اَسی چھِ ژٕ متوٗازی خط

ژٕ بجایہِ خود بَھد تہٕ بہٕ تہِ پننہِ جایہِ

بشَرِیتہٕ بوٚرُت سینہٕ

دوٗن نوقطن ہنٛدِ

حالُک تہٕ مقامُک سفر

وصلکہِ اصلُک نالہٕ موٚت ہیتھ

نِشانہٕ کِس الفس اکھ اکھ کاہ گٔرِتھ

توتہِ مُتوٲزی پانہٕ وٲنۍ ......خبر کیٛاژِ!

ژٕ میہ ٔستۍ تہٕ میہ ژےٚ ٔستۍ

عاجِزی تہٕ رحیمی ہٕنٛدِ اتھٕ

بنٛد تیٚک بنٛدانہٕ

اکھ ستھ

گاڑٕ کأشں پتہٕ ہیرتھ!!



# نظم

ژ تہِ کیاہ نہٕ بُلاوَن

میٚہ تہِ من نہٕ یلہٕ تڑ اون

کتہِ کیُتھ یہٕ ژےٚ اَنےٚ ڈٲلی

یُس کُس دود خٲلی چون

یہِ ماجود چونےٚ میٚون

کرتام پیٹھُک سمواد

یہِ تہِ چھاپٕنٕ اَپراد

من کران تہٕ تن اَپواد

یہِ کُس ژھٕنَن خٲلی چون

یہِ مابیٚون چونےٚ میٚون

☆☆☆



آدِ شکھتی ماجہِ مہامایایہِ
زگتھ امبایہِ چھُ پادِ پڑنام
شڑی شڑی شارِکایہِ شڑی ماجہِ رأ گنیایہِ
زگتھ امبایہِ چھُ پادِ پڑنام

دَس تُل پۆزایہِ اسہِ شڑی گنیشایے
سنموکھ ستگوٕرِ سُنٛد دیٚان دأرِتھ
تڑیشوے کارن اتی نٕے چھِ ہمسایہِ
زگتھ امبایہِ چھُ پادِ پڑنام

گُلی گُنٛڈِتھ ڈیڈِ تل تُل مُل کُن آیہِ
عأرزٕر سۆزِس لولہِ عرضی
وپلہِ زأری تہٕ ونتی بجہِ باونایہِ
زگتھ امبایہِ چھُ پادِ پڑنام

تگہٕ نٕے چھِمنہٕ باوٕنی حال ییٚمہِ آیہِ
چیٚشمو باوان اَشنی زال

سنتان وہنڈِ نُے مٹہِ چھُے ماتایہِ
زگھ امبایہِ چھُ پادِ پڑنام
گرِ گرِ کاس مأج اسہِ سارِ آپدایہِ
باس پڑتیکش کاس موہ اندھکار
پادن تل ور پنٔی تھدِ پایہِ
زگھ امبایہِ چھُ پادِ پڑنام
یَس نہٕ کانٛہہ بوزان تَس چونُے سایہِ
ژٕے چھکھ تٔمۍ سُنڈ مأج سرکار
تٔمۍ سُنڈ ووٚدار چانی ووٚپایہِ
زگھ امبایہِ چھُ پادِ پڑنام
سوٚمبرِتھ باوِ پوش ژٕے کِتی پوٗزایہِ
شیرِ أسۍ لاگہٕ ہوے بارمبار
سائٹپتھ سمپدایہِ امی لولہِ امی مایہِ
زگھ امبایہِ چھُ پادِ پڑنام

☆☆☆



یا روزٕہم أچھن تل اِ روزِ دِل قرارس
نظرو تلے مسأ ڈل لگہٕ ہے بہٕ اتھ خُمارس
یٚیلہِ چھکھ کمال ہاوان وأران تہِ شولہٕ ناوان
ژٕ تہِ نے انکھ یہِ اُٹھکل کتہِ جوش یِیہِ بہارس
مےٚ چھِ کتہِ پھِرِ گژھان بزٲشتی ژٕ تہِ ماوُ چھان چھِھم وأشتی
چھم جوشہِ یِوان یہِ منکل وژہٕ تیٚمبرِ لولہٕ نارس
کتھ کر مہٕ روز خاموش أے یارٕ باش بے ہوش
ووتھہِ شورٕ شر تہٕ وُزمل لگہِ جوش لولہٕ نارس
گاہ چھُکھ ہاوان پننے کتھ گاہ چھُکھ کران ژٕم نفرتھ
گاہ چھُ ہاوان ژٕ نم.تل گاہ پھَش پھِران امارس
فلہِ فلہِ یہِ موختہٕ جوٚرمُت یتھ دامنس چھُ پھوٚلمُت
اچھِ پوشہ سبز مخمل لُجٕ رژٕ نظر سیتارس
یٚیلہِ چھُکھ اِشارٕ ہاوان تیٚلہِ حبس قرار راوان
بے شک ژٕےٚ چھُے امیُک ول چھِے کم کھسان چِکارس



وزِ منۂ سُہ پڑکاشہِ نوِ نوِ باشے ہو
دِ گرٔمڑ ژہتھ آکاشہِ پنۂ نیمۂ تتھ کھسہِ ما
دڑاو بوٗزِتھ تی زِ واشے نوِ نوِ باشے ہو
وُچھنۂ أچھو زانہہ سُہ کاشے چھِنۂ زانان زِ وُچھ زِ کیثاہ
سارِنۍ گوٚمُت یہِ کھاشے نوِ نوِ باشے ہو
سور تۂ تی تی یتھ نۂ ناشے بێیہِ کینژھا نیرِ زِ ما
چھُنۂ ژھاٗرن ہِر چھُ فاشے نوِ نوِ باشے ہو
تورِ کیثاہ پتھ ژھورُتھ آشہِ روژِ ہُنڈُ ے براہ تہِ چھُکھنا
لوٚگ زلُر زالس کلاشہِ نوِ نوِ باشے ہو
نقاش بنِثیا زانہہ نقاشہِ نقاش بہِتھ زَن مُدا
سیٚدِ ورُق ہیتھ تۂ ترٛاشے نوِ نوِ باشے ہو
پرمانند آشہِ پاشے گُل ژھۆنتھ بدلن زِ کیثاہ
ٹیۆٹھ مودُر واشہِ واشے نوِ نوِ باشے ہو



